بٲن لوکہٕ ٲسۍ یوان گرٕتھان، اَکھ اوس سنگم گنٛنے تہٕ بیٛیہ سدرٕ تہٕ اَمس پیٹھ یوان گرٕتھان۔ تکیاز یہِ سُدرٕ ٲس لوکچار پیٹھے خوٗدایہ سٕندِس عبادتہٕ کران۔ سنگم گنٛدلیس اوس کیموک بیٛتھر۔ اکہِ دوہہ سیٛد اہندس اَکِس جوانس لوٗ بہٕ عدرٕ رشتہٕ اوس گاٹلیٛن۔ تس مو یہِ خاندار تیٛنہِ نہٕ موصوم بچہٕ ترٲوِتھ۔ اَمہِ کتھِ کاٛم یہِ جوانس اوٗنُن یم تہٕ سےٛ بچہٕ ییتہِ گَرٕ تہٕ اَمس کوٗرُن سُدرٕ سیٛتۍ خانہٕ دار، تہٕ یہِ ہوٗد خانہٕ گرۍ تھۍ۔ وونی زٕ دوٗی یم بچہٕ تہٕ سُدرٕ ماجی رٔچھنۍ تہٕ یہِ سیٛر ووتی موٗ ٹھلن منٛز شمالہٕ گژھتہٕ کیا ٲس یہِ دُنیا اکہٕ حسابہٕ انہٕرٕ ژشی۔ یہِ سنگم گنٛنے اوس سیٛد ہمدانی صاحبنۍ شوہرتھ لوٗزِ تھہٕ کوٗ لگوم ووتُت تہٕ اکہِ دوہہ وونُن یہِ کیفیتھ تہٕ سیٛد صاحبس۔ بیاری اوس سلہِ سٕنٛز تہٕ کیٛہہ وارٲن خوٗ گژھن تس تہٕ اَمہِ پتہٕ ووت ییتہِ سیٛد صاحبنۍ شوہرتھ لوٗزِ تھہٕ زٕ ہانی کُشش آسہٕ کٔنۍ کوٗ لگوم سیٛد صاحبن ٲس سُدرٕ مہٕنٛز حالتھ نظرِ تلہٕ تہٕ اَمۍ زٕ وون سنگم گنٛدلیس کَرو ناتھ کٔنۍ۔ یم جھر بنۍ یادی اکی خانہٕ زیمن مِیلُن کرہٕ ہیٛتی بیٛر سیٛٹھاہ زٕت کھیٚل۔ وونی اوس سنگم گنٛنے بلیٛنۍ گروا جیٛنٛز تہٕ سُدرٕ ہیٛتھ مسلمان سیٛدی ہیٛتی تہٕ سلہِ سٕنٛز تہٕ اوس مسلمان سیٛد تھہٕ وونی سالار دین بلیٛو ووتُت۔ سنگم گنٛدلین کوٗر قوٗبوٗل تہٕ سالار دین نیٛو اَمۍ سُدرٕ گرہ پیٹھ۔ اَمہِ پتہٕ اوس یمن کیموسہ بیٛپھ کھیٛہ تام کٔنۍ گرہ بلیٛو ووتُت تکیانہٕ زٕ ییتیم (سنٛش تہٕ گنٛدر) یمن گرہ بہٕ زٕ کہِ کیموٗسے۔ اوس ہمن ہندِ گرہ باہرچ نگرانی تہٕ سنگم گنٛدلیس اتہِ بلیٛنۍ ہیوٗ ورٕژاتہِ آسن۔ اوس یمن کیموٗسس سیٛتی خاص توٗ لُق قائم کرِتس منٛز مدتھ کوٗ ووتُت۔ اَمہِ کٔنۍ آسی یم کیمیہٕ تہٕ روزان تہٕ کھیٛہ تہٕ روزان اَکھ اوس سالار دین صاحبن ہنٛز جاتہٕ لبری کران۔ خانہٕ دار ییتہٕ جلد

یہ پھُر ازتہٕ تیتھے کٔنی۔ اَمی دوٚن حضرت شیخس رح نیرانہٕ پتہٕ میٚنے ساوِنہٕ تہٕ پتھ
پتہٕ کھٔس چھُ دانہِ لوٚت لابہ گوٚمُت۔ یمو دوٚیس پھیرِتھ "اِپتر خود آیس"
ٲلکھ رٔود ژریہ تام اُتھی مشری تی سینتی تہٕ دوٚہی لوٚسی نہٕ پتُوس خیال زِ " اما
تس سوٚزنہٕ اَسہِ کھٔس پیپھ بنتہٕ تہٕ نہٕ دِژِس نظر خبر میٚون دُشمن ما پتُوس
توٚری دٲنتھ نہٕ کیا زِ لوٚر تہٕ نٮ۪بو ونہٕ کینہہ؟" یہ سوٚنچتھ ووٚن تمی پننہ کٔنی کوبہ
"ژٕ گژھ ہیٚز، دوٚرِ یہ ژھیٚپہ نظر دِتھ؟" سو گٔیہ تہٕ دوٚر وُچھن اَمہ کھٔس
پیٚنیٚٹھی سانسہٕ بدی کاو دو بھان۔ دانہِ بانہِ اوس لوٚنہتھ موکلیو مُت۔
اَتہٕ نہٕ لوٚن کہنی۔ اُمس گو خیال زِ حضرت شیخ رح (نُندہٕ) چھُکھ ظاہر
موٚرمُت تہٕ اَمی سِیے چھِہ کاو دو بھان۔ یہ آیہ دَوان گرِ تہٕ دو نُنَ
ٲنس حال یِسہٕ دوٚکھ ہٕنس ژینہٕ رِکھان کٔرِتھ تہٕ ووت کھٔس پیپھ، اَمی تہٕ
وُچھ یی حال دوٚرِ یہ گو نزدیکھ تہٕ کاو گٔے غائب تہٕ حضرت شیخ اوس گو نہٕ
کران تہٕ دانہٕ اوس سوٚرُے لوٚنتھ تہٕ گنٚڈتھ۔ اَمی بژٕ تھ نُندس زِ اَسہِ کیاہ سوچ
تہٕ یہ کیاہ دلیل گٔیہ۔ اَمی دوٚپس اورِ کینہہ پرواے چھُنہٕ اما پوٚز اگر تہِ تام یوٚد
آسے ونہٕ ساہے کام موکلیہ یہ تام تام۔ سوٚرُے گژھہ ہے کھلس تہٕ۔ خدایہ
ووٚنی لگہٕ نہٕ پتہٕ یوٚر کینہہ گژھ تہٕ یہ کوٚرِو یوٚر پتھ ہر جۍ یم کاو آسی دراصل ملکھ میٚنے
کامہِ مدتھ کران یم زٕن، ووٚنی غائب گٔے۔"

بیتھی چھِہ نُندس آری متلق بلیبہ تہِ کینہہ واقعہ۔ یوسہ یہ دلیل
اوٚ تام بیان سپزیہ چھُ عبدالاحد آزاد ہٕ نُندس تیتھ بیانس سیتی وارہس
حدس تام واٹھ لکھوان۔ تم چھِہ ونان سہ

" حضرت شیخ نورالدین رح کے جد بزرگوار کشتواڑ کے راجہ تھے۔ ان کی

روزان اوس سُدرہ ماجہ لۆتہِ ہمہ رتہ بیتہ دِیان دوہس بانٛژہ لٹہ یِڈ تکلیف
کران - یہ لۆز تہ وآتی حضرت سید سمنانی عتاب گرِس بیٚٹھ سوار سپدِتھ تہ حضرتِ
امیرِ کبیر ووٚنُس بیٚٹھ سوار سپدِتھ کٔھہ تہ سُدرہ ماجہ ہُند حال وُچھتھ کُرکھ
اُمس نصیحتھ زِ سو آسِن نمازہ ہُندِ بانٛژن وقتن بیٚٹھ قبلس کُن کٔھر کُرکھ
روزان بِہتھ زن ڈٔنیتک اولاد نماز آسہ کران، یہ کرنہ ہُند سیتی روٚد نہ پیتہ سُدرہ
ماجہ کانٛہہ تکلیف یہ آسِن نمازِ وقتس بیٚٹھ قبلس کُن کٔھر کُرِتھ روزان لۆتہ تام یہ
توٚجنوس کران آس زِ ڈٔنیتک بچن ہُنٛد نماز تہ سو آس اَدہ وو تھان - حضرت شیخ
تھنہ بیٚٹھ پتہ کنٛتری کالی گے ہم بیتہ کیموہ تہ شیخ سالار گے اُتھی وقتس الله
رحمتِ حق تہ تم آئے بیتہ کیموہ ہُنٛدے دفن کرنہ اَوے کنٛز گو وبیاکھ وجہ سُدرہ ماجہ
ہندِ باپتھ کیموہ ہے وو نز روہ دین کٔڈ نکُ - امشِکُ بیاکھ وجہ گو ونگلنہ مالی
سُند تہ ماجہ ہُند بیٚمہِ عالمہ گژھن تہ بیٚمہ سیتی سُدرہ ماجہ روزٔ کٔھس سیتی زیادہ
واٹھ روٚد نہ مگر تہتہ باوجود آس سو کٔھہ یوان گژھان مالِنہ روزان
ٲکی کہ اوس تس یہ بینُ گرتہ - حضرت شیخ تہ آسی کیموہ ہمیٚن دوہ رباین سیتی
تہ روزان وو تھان بِہان تہ کٔھہ تہ آسی یوان زمیندآری کران - تہ
باقے تام کار تہ کران ؛؛

حضرتِ شیخہ ہُندِ زمیندآری متعلق تہ چھے کیٚنہہ کتھ آتہ بولان
دِیان آتہ اوس اکھ زمیندار تس اوس کس تام سیتی تیٚوت تنازہ زِ
اوس تمِ وول بہتر تہ اُمس اوس نہ زمینہ بیٚٹھ تہ شہل شہل گژھنہ دِوان
پتہ اوس نالہٕ پتراٹ، اُمس اوس اکھ تھ تتھ اُسی واگہ نار، ژِبان

خاندان کی لڑکی کو کسی کم اصل سے واسطہ نہ پڑے۔ بیوی نے مجھ سے کہا کہ یہ معاملہ پیر روشن ضمیر کے سامنے پیش کروں۔ میں اس وقت یہی امید لیکر آیا ہوں جو کچھ ارشاد ہوگا۔ "بجا لاؤں گا" جناب سیادت مآب نے یہ سنکر مراقب کیا اور تھوڑی دیر بعد سر اٹھا کر تبسم فرمایا "اللہ نے اس گوہر تابدار کی مواصلت شیخ سالار کی قسمت میں لکھی ہے اس کے بطن سے ایک لڑکا پیدا ہوگا جو خیر البشر کا مروجہ سردار ہوگا" غرض سید حسینؒ نے ان کے عقد نکاح کا انتظام فرمایا۔ اور ان کو کیموہ میں سکونت کے لئے بھیجا۔ شیخ سالار پیر بزرگوار کی مفارقت کی تاب نہ لاسکے آخر کھی تحصیل کولگام میں ہی سکونت کی۔ کلام شیخؒ ؎

"سنزرے چھم مول تے سنزرے ماجی
لوسے رودس سنزرے ہا"

"کشمیری زبان اور شاعری" مصنفہ آزاد، حصہ سوم صفحہ ۱۴۷ تا ۱۴۹۔

موتی لال ساقی چھ لیکھان ؛

"عام طور چھ ساری لوکھ یہیہ کیتھ ہندی قائل ز حضرت علمدار زاے کیموہ گامس منز یہ ذکر چھ ریشن نامن منز تہ مگر میون خیال چھ ز تم زاے کھیہ تکیا ز تمو چھ پانہ وونمت ؎

"تمہ کھی ہری مٹے زم دِلو
ننند ستر بہ مسلمان"[1]

زیارت شریف کیموہ کی مجاور شیخ محمد یوسف صاحب چھ لیکھان ؎

"تہند سیے امیر سمنانی صاحبس ارشادس پیٹھ دراے دہ نوے باقر شیخ

---

۱؎ آزاد، آزاد حصہ سوم ۳۰۰

وفات کے بعد ان کے دو بیٹے اپنے بنی عمّال کے ظلم سے تنگ آکر کشمیر بھاگ آئے۔ ایک بھائی نے موضع دد ہر کوٹ تحصیل کولگام میں سکونت کی۔ دوسرا بھائی اوگرا ستیر جراز کے نزدیک تیلہ سر گاؤں میں خمی والو کے یہاں پناہ گزین ہوا۔ زنکا سنتر کے دوسرے بیٹے درویتا شر نے جس کا نام سلت سنتر تھا (اوگرا سنتر سے بلکہ پانچویں پشت) خمی کول کی ملازمت گوارا نہ کی ـــ سید سمنانی رحمؒ کی خدمت میں پہنچ کر اسلام قبول کیا۔ مرشد نے اُس کو شیخ سالار کے نام سے نوازا۔ مریدِ صالح بھی رات دن مرشد کی خدمت کرتا رہا۔

"ایک دن موضع کیموہ[1] کا ایک کسان سید حسین سمنانی رحؒ کی خدمت میں آیا اور عرض کی کہ حضرت میں مدت سے ایک راز اپنے سینے میں چھپائے ہوئے ہوں۔ اس وقت حضرت کے عرض کر رہا ہوں۔ وہ یہ ہے کہ کشتواڑ کے قبیلہ سنتر کا ایک سردار انقلابِ زمانہ سے مجبور ہو کر کشتواڑ سے کشمیر بھاگ آیا اور دد ہر کوٹ میں ایک سردار کے یہاں ملازم رہا۔ ترقی کرتے کرتے سردار کا معتمد علیہ بن گیا۔ چونکہ وہ سردار لاوارث فوت ہوا اس کا جانشین یہی شخص بنا اور دیہات و پرگنہ میں اپنا قبضہ جمایا۔ اس کے تیسرے جانشین داوت سنتر کی رعایا باغی ہوگئی اور اُس کو قتل کیا گیا۔ اُسکی لڑکی جس کا نام صدرہ ہے میرے یہاں پلی جب لڑکی بالغ ہوئی میں نے ایک جوان جس کی پہلی بیوی سے دو لڑکے تھے، خانہ داماد بنایا۔ رشتہ مواصلت بندھ جانے سے پہلے ہی وہ جوان انتقال کر گیا میرا دل سخت پریشان ہو رہا ہے کہ کہیں شریف

---

[1] شمیر یہ جبہ ہند منگاتے ہوئے میں تہ کہ لکھہ ہے کہ کیموہ ہوڑ کی آسپہ کنڈ اویس ہے کہیموہ کہ تہ لوان یا نتیم۔

ہی گوٚ ند - یم باتہٕ نٲگس منز شران کرن تہند لِفیبہٕ آسہٕ اکھ فرزندس تمام نیٚشن منز زیادٕ قدرٕ تہٕ یژھ آسہٕ تھوان - سالارُ دینٕ صٲبن ییتھے ٹوٗژ تہٕ وونُن ینہٕ خاندانہٕ شدرٕ صٲبہٕ بہ واقعہٕ - یم آسے پاسِ آخرس تہٕ گوٚ نہٕ کھ نٲگس منز شران تہٕ ہی گوٚ ند گواٹھاہ تہٕ جناب شیخ العالمؒ لگی ڈٹب - امہِ پتہٕ چھ جناب سالارُ دینٕ صٲب بیر حضرت سید باکنہٕ ارشادٕ مطابق کیموہ گرٕھان تہٕ دٲیمی سوٚکو نتھ اختیار کران[1]

اکھ اندرٕ تہٕ چھ زرٕگر صٲب اصل کتھ یانے کھ خوٗ گیورُ ے اصلی وطن حضرت شیخ العالمہٕ سُند آسنس تصدیق کران - وول گو حضرت شیخنہٕ سُند س کیموہ زینس چھُنہٕ کانہہ شقٕ تہٕ بوبھ یم سانہٕ تیہ کتھ چھےٚ کھ کینہہ ہنز کتھ بادٕ لیلہ تاہ بیان بوزنہٕ یوان -

یکھہٕ چھ اکی بیرسٕ صٲبن دو لیو توالہٕ کتالو اندہٕ یمہٕ زان اصل کتابہٕ منسے نقلچھ ہنز صفہٕ نقل کرٕ ہتی ، انہٕ بوٚنتھ لگ بگ اکھ ہتھ وان ۱۳۳۷ ہجری نیس منز ، تمہِ تلہٕ چھُ یہ کتان زٕ حضرت شیخ العالمسؒ چھ دوٕ یہٕ ترہ ۳۲ وٚری وٲنسہٕ منز سہ خواب کھ خوٚگ بوٚدٕ ی یوان یتھ منز آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم تمن نش پینی صحابہ ہیتھ یوان چھ تہٕ یہ چھےٚ تہنز زندگی ہنز اکھ اہم تبدیلی ہُند وجہ بنان تہٕ اتی پیٹھ چھ یم ولا یتک تہٕ سردٲری ہُند منزل ژاوان اکہ اندٕ چھُ اکھ واقعس پیٹھ تاریخ سعداللہ ہیرٕ اللہ راکھ منظوم واقعہ

---

[1] نوٗرٕ نامہٕ صفہٕ ۱۷

سالار دین تہٕ سُند ہٕ مٲج) کیموہ کُن تہٕ اتی کٔرکھ سوٚکوٗنت اختیار۔ گوکہٕ اَژِن ہُند خیال چھُ زِ کُنہٕ وقتس آسی تمہِ یتہٕ تہٕ کھی جوٗگی لوٚر۔ مگر قرین قیاس چھُ ےٚ گوڈ بنچی کیتھ کیموٗمک شروٗن ناو چھُ کاہہ وَن او سمُت ۔ اَتہٕ آس بٔرٕ ژٕنٛٹھے کم قلیلاہ آبادی۔ یٮ۪تہِ آسی کھی کس گامہ جوٗگی درس رشتہٕ دار یمن ہتی سُند ہٕ ماجہٕ زان پہچان آس، یِمہٕ آسہٕ سُند ہٕ ماجہٕ ہٕنیٚنہٕ زانان تہٕ سُند ہٕ مٲج آسکھ بآسے لوٚ بندان ؟[1]

اَحد اندر تہٕ چھِ جناب یوسف صاحب کھہس سیتی اصلی توٗفس وایہس حدس تام تصدیق کران ۔ یتھے کٔنی چھِ غلام حسن زرگر صاحب کیموہ تہٕ یٮ۪تیس اَکس مضموٗنس منز لیکھان :

" .... یہند سے (حضرت سید سمنانی صاحبن) اشارس پیٹھ نوٚکھ سالار دین صاحب گرہ کھی جوٗگی لوٚر ہیٚیہ گو دِنکس خانہ داماد سندی نہٕ نیٚچو ہی دشتس تہٕ گتدر) ۔ کھی جوٗگی لوٚرس منز کٔشیہ کال روزِتھ آسی اکِہ ہیٚیہ حضرت سید پاکس نشِ کوٚلگوم لوٗال ۔ یٮ۪لہِ تہٕ یہ رتہٕ تسہنز آشنی موہیہ ۔ سالار دین صاحبس پٮ۪تھی یِز یہ رہی کرِتھ ۔ اکِ دوہہ آس راتس منز کھیران تہٕ وآتی اکس برہمن گرٕس نکھہِ تہٕ برہمن یُسند ناو اُتن پنڈت[2] اوس رشاوس پنتہٕ آشنہٕ یٮ۪تمس فِکرِ بلنٛنہٕ وَنان آسی، وَنان زِ از سیر صُبح بیوٗنِہ جوٗن کھی ناگہٕ منز آکھ.

---

[1] لوٚ یہ آگُر صفحہ ۲۴۳ د ۲۴۴ [2] اَمس چھِ کیمونِکی اُتن پنڈت تہٕ کھی جوٗگی لوٚرکی کھی جوٗگی وَنان ۔

نور خورشید ذات تافت بدل
گفت الی الاب . . . .

جلوہ گر شد تجلّی ذاتی
من وراء الوراء کما یاتی

گشت مالک ز ملک تا ملکوت
جان او را شد از مشاہدہ قوت

دید چشمش رخی کہ نتوان دید
چیدہ دستش گلی کہ نتوان چید

شد بزمی کہ دل ز خود برداشت
ساغری زد کہ ناامیدش نگذاشت

چون مئی عاشقی بکشتی خوردہ
سر شہ ز کائنات کشتی بردہ

از نظر روی یار غائب شد
باز شب شد نہار غائب شد

شیخ را آنچہ آن زمان رو داد
دردش افزود داغ گشت زیادہ

شد گریبان درا رکف سودا
پای کوبان بدامن صحرا

پس میداد گنج را از خلق
بیش میکرد احتراز از خلق

تا کند گنج را ز خلق دفین
شد بکہیوہ گشت غارنشین

گشت بیدار ز خواب شیخ زمان
دید پای رسول بچشم روان

نقل بقلم عاصی معاصی حقیر پر تقصیر محمد بدرالدین غفر اللہ لہ ولوالدیہ

فی سنہ ۱۳۳۷ ہجری

ییمہ تلہ تہ تران عمرنہ ۳۲ وری وآنسہ تام چھہ حضرت شیخس پھاسس ستی مکمل وابستگی آسں ہژ تہ تمہ پتہ چھہ تم ریاضتس کُن زیادہ قایل سپدی آسی تہ تمو چھُ امہ پتہ کھیہ نینہ لقہ یا یہ مقابچ تہ ینہ وَن لُب ہژ تہ اَدہ چھہ تم کیموہ گاہتی گمہ کیچھ اتر نہ بانیھم تہ ریاضتھ کرنہ بانیھ۔

گویا کھیہ چھہ حضرت شیخہ سنز وآلہ رچھنہ تہ کھا نیھلا ونہ

اَتھ متعلق درج چھ ہیٚنہٕ طرفہٕ "تاریخ خیابان کشمیر و تاریخ نثالی" منٛز اَکھ صفحہ یتھ منٛز اَمہ خانکہٕ واقعہ بیان چھُ سپدمُت۔ منظوم صفس چھُ کینٛژن ہُند دوٚیِم دوٚیِم مصرٕ ژھیٚوٚنمُت۔ اَتھ وَنہٕ قس چھ اکہ اند پہناہ ژھیٚنہٕ ہٕنز تھر سینتھ چھیریم کینٛہہ مصرٕ فنا یہ گاہے دوال گو وکھ چھُ اند بوڈ لگان۔ شُہ منظوم حصہ چھُ یتھہٕ کنہٕ:-

(تصنیف میر سعد اللہ صاحب در تواریخ خود ارقام فرمودہ است)

شیخ ایام گشت فارغ بال — داشت عمر شریف سی و دو سال
چونکہ حاصل فنائے در کرد — بمنزل خو . . . . . . . .
بالب خشک دیدۂ غمناک — جان پُر سوز سینۂ صد چاک
رفت در آرزوں موضع کیچہ — کہ بجہ . . . . . . . .
بر سر چشمہ کہ نامی ہست — در عبادت کمر چو مردان بست
ہر کہ جز دوست ترک کرد ہمہ — شُد . . . . . . . .
ہر دمش کار نالہ بالا بود — علم عاشقی بلند نمود
درد و غم حبت و خورد و خواب گذاشت — دل پر . . . . . . . .
شبی آں ماہی ہم توحید — کشتی خویش روان بخشکی دید
بود در وے رسول با خلف — نیز . . . . . . . .
بر لب چشم جادہ بردند — شیخ را خوش دواں درآوردند
در دعایش رسول لب بکشاد — بر سرش . . . . . . . .
خلفا و صحاب با آمین — نیز گشتند در دعاش قرین
از نبی ہر چہ خواست شیخ او داد — شد . . . . . . . .

عکس - یہ چھُ تمہِ دُہکُ بیلہ یم حضرتِ شیخ خالص منترآمے بینی دور یا ر نہ اصحاب ہیتھ تہ کتر نکھ سردآری مکمل پاٹھی عطا -

۷ - ستار دانا گس بیٹھ چھ اکس کنہِ بیٹھ سُندرِ راجہ ہندِ نِیکُ -

عکس - یہ چھُ تمہِ دُہکُ بیلہ تمہ بی گوندس مُنکھ ہیوت سو گیہہ بے تہ لوسہ کنز دکھرادِن ، تمی بیٹھ چھ یہ عکس

۸ - کمبرک عکس تہ چھُ بییس کنہِ بیٹھ -

۹ - کلون ہُند کھُتھ چھُ بییس کنہِ بیٹھ -

۱۰ - ستار دانا گہ بیٹھ لگہ ہتھ دوہبر چھُ بنیا کھ ناگ تمتھ چھ کہ بان وہ بیتھ ناگ ونان ، کہ بان اتہ کھتر اکہ دوہہ حضرتِ شیخس بڑونتھ کنہ الہ بآنی تہ داندِ جوری تہ ہتوَ نیو کھہ بیٹھ اُرہ تام کھرا کھ - کوتے چھُ دُیپیت ( PROVERB ) بنیو مُت دِکھہ کھہ اُرہ تام " اتھ ناگس اندر چھےٚ رنگی وِ مچہ ہمن بیٹھ دزن ہندی نتا نہ تہ چھ - کہ بان ، یمہ آسہ بیلی وبتھرِ یم دزن وہشی گیمہ تہ تنہ چھ اُتی کھے -

۱۱ - اتھ ناگس اندر چھےٚ اکھ گول کنز یتھ دوس بیٹھ نقشہ یتھ کنز کنرتھ چھُ یہ چھُ اکھ باحساب بناوِتھ - کہ بان چھ یہ آس تہتا کنزِ تمہ دوہہ - میٚے کرِلو وا کھ وزن اکھ چھُ ترے کلو تہ ساڈ پانژھ ہتھ گرام وزن -

یمہ ساریےٚ کنھہ نظرتل تھاوِتھ کرِ تو پانتے فاصلہ زِ حقیقتھ کیاہ چھےٚ -

*

آمِتۍ اوسُے چھُ شیخ سالارالدین گرِ بیٹھ نیتھ آمتۍ، اَتھ کی ناگہٕ اَندرٕ ہیٚر گوٚنڈ کھسِتھ چھِ حضرت شیخ ڈُنب ہینہٕ آمتۍ تہٕ اَتی چھِ تمہٕ والہٕ کاہٕ اَتھنہٕ پیمتۍ تہٕ اَتی چھُ تمن تہندِ روحانی مقامچ خبر دِنہٕ آمٕژ۔ اَتھ سِلسلس منٛز یم موٚٹ موٚٹ واقعات اَتی سپٕدۍ تِم لوٚکۍ رنگۍ ہٕنٛدٕ ہراونہٕ آمتۍ چھِ تم چھِ یِتھٕ کٕنۍ:

مسار دا ناگس زَن یتہٕ وَتھ بیٹھ سبھاہ مقدس رُودمُت چھُ تہٕ یتھ اندرٕ ہی گوٚنڈ تہٕ اَرِہٕ گوٚنڈ کھتمتۍ چھِ یم زٕ گوٚنڈی حضرت شیخ رح تہٕ بابا بام دین صاحبنہٕ شکلہ منٛز ظاہر سپدی۔

اَتھ ناگس بیٹھ چھِ یم کیتھہ مقدس چیز ہٕنٛدٕ ہراونہٕ آمٕژ۔

۲۔ وُونٹھ بَڈٕ رٕنٛز تٕنہٕ:۔ تمس وُونٹھ سِندِ بَڈٕ رٕک عکس چھُ کنہِ بیٹھ یُس حضرت امیر کبیر رح صاحبس تمہٕ وِزِ سوارِ اوس یلہٕ سُہ سدرِ ہا جرٕ لِسش تمہٕ وِزِ آو یلہٕ شیخ العالم رح ٕس ڈُنب آسی۔

۳۔ گُرٕ ہی بَڈٕ رٕک نِشانہٕ: حضرت امیر کبیر رح س سیتۍ آسی تمہٕ وِزِ حضرت سید سمنانی رح صاحب تہٕ گُرِس بیٹھ سوار سپدِتھ اور آمتۍ تہٕ اَتھ گُرِ کُہ سُند پاچھٕ نصیحتھ یاٛرٕ ہُمانٛدٕ ہِندِ وقتہٕ لیشُت بقبلہ روٗزِتھ چھُ شیخ العالم رح نمازٕ آسن پران یمِس گُرٕ ہی سِندِ بَڈٕ رٕک عکس چھُ کنہِ بیٹھ۔

۴۔ نالانِ شریفُک نِشانہٕ: حضرت شیخ العالم رح ہندِ نالانِ شریفُک عکس چھُ کنہِ بیٹھ۔

۵۔ پایہٕ مُبارکُک عکس: شیخ العالم رح سِندِ پایہٕ مبارکُک عکس تہٕ چھُ کنہِ بیٹھ۔

۶۔ قدم رسوٗل: کھسِس کرِ چھُ نشگِن لوٚنٛہ نقشس کُن شمال مغربہٕ طرفہٕ اَتہٕ چھُ نقشس بیٹھ کنہِ بیٹھ آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم سِندِ پایہٕ مبارکُک

یلّیتہٕ کیٚمن غاٲرٕ مسلمن ہنٛز نظرِ وُچھن ہیوٚت، یلّیتہٕ کیٚمن اکثرٕ مسلمن تہٕ گوناگواہے تِمن باسیو وُنہٕ یہ اسلامٕچ بُنیاد چھےٚ تامہِ مرٲبی۔ باسیوکھ زِ تہٕ سٕہہ بٹَن تعصبس کُن ہووُمت اوسُن۔ بٹہٕ براٲدری پیٚ زُلمتہٕ سُہ خبر کیاہ آیِہ، ہوٗرن یتہٕ ہاں اوس (یَوٚ کیٚنٛہہ مندر آیہِ مِسمار کرنہٕ تہٕ یوٚہ تیٚلہِ آیہِ پھٕٹراونہٕ)

اَدٕ ییلہ سلطان سکندرس پتہٕ سلطان زین شاہ تختس بیوٚٹھ، سہہ بٹ بنیو زیٚنہ گٕژِھو زیہ تہٕ روٗسوٗخ بَڈاوِتھ لوگ۔ بٹہٕ براٲدری پیٚ بیٚیٹھ گوٚیی لوٗی ستم کرنہٕ۔ یوٚز ایہٕ تہٕ تمہِ یاترایہِ کوٗرن کھٕٹاکھ۔ گٔژھ پیٚرٕ پھیرٕ لٔہِ تِمن تہٕ کیا آدی؟ وَنہٕ آیکھ بند کرنہٕ۔ اجازتھ نامہٕ روٗس اوس نہٕ کانٛہہ ہیٚکان پھیرِتھ تہٕ اجازتھ نامہٕ اوس لیوان حالیے کانٛہہ دِنہٕ۔

یتھین حالاتن منٛز کھوٚتو کٲنٛہہ نہٕ ووتہٕ، کیٚنٛژو دِتہٕ یاتریاں پھٲسی، کیٚنٛژو ولیوے وہتھ یان، کیٚنٛژو لاے نارس ووتھ تہٕ کیٚنٛہہ ہٕنٛد ژٕھٕرِن باتن ہنٛد داد رُخ بدلاوِتھ دربدر پھیران۔

جوٗن راج چھُ لیکھان زِ ہرگاہ سہہ بٹ اسلامُک شریعت پالہے ناکارٕ گیوٚ وُنہٕ، امایہ اوس تعصبہ سیتی اوٗن سیدہٕ تھیٚپہ بٹہٕ براٲدری پیٚ رنٛگہٕ رنٛگہ ازادٕ وان باسان چھُ زِ اسلامہٕ کیس ناوس پیٚٹھ سہہ بٹُن یِہ ویکھرا اوس نہٕ کٔشیرِ ہنٛدِ ین کیٚنٛہہ ین مسلمانن ہرگز منظوٗر۔ بلکہ آسہِ تِم اسلامچ اصل تالیم انسانی بایے بندتَس تہٕ رٹہٕ تِمان مانتھ سہہ بٹہٕ نین کوٚ حرکٔژن سیٚتھ تالان۔ انسانی بایے بندتیُک کاشر علمبردار شیخ نور الدین رحؒ اوس اسلامہٕ کیس اتھ پزرس وٲتتھ تہٕ سہہ بٹہٕ نین نظرن منز اوس اوٚ ےکیٚنٛہہ شک آوُر، تِمتی پھیٚرہ باعثی۔ جوٗن راج چھُ وَنان:

پروفیسر ٹینٹپ

# نُندٕ رێشُن زمانہ جوٗن راجنہٕ وقتہٕ

جوٗن راج اوس بڈشاہن درباری شاعریُس سنہ ۱۴۵۹ ع س منز گنڈ رٔیوو۔
دۄیمہ راج ترنگنیہ منز چھُ یمہٕ ہندِ پلیٹھ پننس یوٗت ژِمس تام تمِہ ہَتھ وری ین ہندِ
کیٚنہہ تواریخی حالاتھ درج کٔرِی مٕتی۔ باسان چھُ زِ سلطان سکندرٕ سُند دورٕ ت اوسُن
کم کاس چھوومُت۔ میر سید محمد ہمدانی عٲبس چھُ سیٹھاہ تارِیف کران۔ وۄنان چھُ
زِ مسلمان قومُک یہ زِ میٚچھ اوس وٲنِس لوکٕٹ آسِتھ تہٕ تیتھے کٲنژ یِہ زٕلان تہٕ شعٕر بان
ییتھ کٲنژ کھسہ وُن ژُ نذر تارکن منز سوٗلان چھُ۔ سلطان سکندرس اوس بٔیِہے وَ تہٕ
ہاوٕ کھ، اما وزیر اوسُس سُہہ بٹ یُس نۄو نۄوُے مسلمان سٕنیٚدرت اوس، سُے اوسُس
وٕ تہٕ ڈالان۔ بٹہٕ قوٗمچ آس اَمِس سٕہہ نبٹس سخ رٕش گاشر اوکنژ اوس سُہ سُلطانس
مذہبی توصبس وُتُش دِوان، تہٕ رواداری نِشہٕ دُور تھاوٕ نچ اوسُس رنگہٕ رنگہٕ حیلہٕ
کران، یوٚر زِ سلطان سکندر اوس دِلہٕ لوٚڈ تہٕ عالمن فاضلن اوس سیٹھاہ قدر زانان
اوکنژ آیہِ دوٗرٕ دوٗر طرفو بیٚیہ غٲر ملکی مسلمان کیسلہٕ یا آتھ کشیرِ۔ یم کاشرِ لُوٚیِ نوٚیِ مسلمان
بنیومٕتۍ آسی، تِمو تہٕ کرِ یوو یمن (غٲر ملکی مسلمانن) وولہٕ وولہٕ، مگر وہیوٚت تِکھ زِ چھُ ردوٗن
اَتھ چھُ بنہٕ شک زِ کشیرِ منز آسی یمن دۄن ہُن کیٚنہہ غٲر مسلم تہٕ لُو کن
شبرنگ ہاوی ہاوی مذہبہٕ کس ناوس بیٚیِہ نیتھ ہیوان۔ اما غٲر ملکی مسلمانو ییلہٕ

بٔڈیس جایہ تہٕ چھُ سۄہہ بٹٕس متعلق لیکھان زِ :-

"سۄہہ بٹ بوٗزِتھ وٲجی رٔوس سٔرھایُس نہٕ ہرِ ٹبرٕ ژٕ و نظرو
اَنہٕ گوٗٹ چھکان اوس - تہٕ وُنگ ہیوٗ نہٕ ووتہٕ وُلت شاہی خان تہٕ ہیوٗک نہٕ یہ
اَنہٕ گوٗٹ دوٗر کٔرتھ -"

عاف چھُ نَنان زِ شہزادٕ شاہی خانس اوس سُلطان زین العابدین بنیہٕ برٛونٹھہ تہٕ سۄہہ بٹن پیٚہ مُستی آب روکنک ظوٗن بیوٚمُت ، اما تہٕ لگمُت اوسُس نہٕ کینٛہہ - چنانچہ آخر ییلہٕ سۄہہ بٹ بلہٕ ہمارِ ستی کھۄر گٔژھتھ گۄدٕرلو - جوٗن راج چھُ نَنہِ وانہٕ وونٛس تراوان -

("سۄہہ بٹ ہے) وٕری تاہ ژۄ ہبر ہلیٚہ تہٕ کٔڈ ہے ، شاہی خانٕن
راج شوٗزٕ و سید وٗنے وُچھ ہے یمن کرتوتن ہُند انجام -"

گۄڈٕ سۄہہ بٹ موٗد ۱۴۱۶ عٕس منز ہیوٗ تہٕ امہٕ تہٕ وٕری تاہ ژۄ ہبر برونٹھہ (۱۴۱۲ عٕس منز ہیوٗ) اوس اَمی نُندرٕ ریوٗش تاہ دکھوٗمُت - یِ چھُ صحی تہٕ باسان تکیا زِ ۱۳۷۷ ہس ہے نُندرٕ ریشُن زاوٕری ناٹول ، امہ یِزٕ آسہ ہے یہ ۴۴-۴۵ دُہر ہیوٗ - لوٗزِ نوٚ یہ گوسے ژور ییلہِ نُندرٕ ریوٗشن گامہٕ گامہٕ پھیر کٔرتھ روحانی شوٗزرٕ بنرٕ تہٕ سینزرٕ نیتھ ناوان اوس ، تہٕ کٔشہٕ ملن ہندِس تۄمبس خلاف اسلامچ سوٗ بُنیادی شیٚنچھ باوان اوس یُس انسانس تہٕ انسانس اکھاَکس نکھہ نکھہ آنان چھےٚ ، نہٕ زِ فرقن منز کھاس تراوان چھےٚ - نُندرٕ ریٚشی کیٚتھ ؎

اکِس مٲلِس تہٕ ماجہ ہندی
ییمن ژوٚ سے تھوٚ کھٔڑ تہٕ کیا سے

"ملانوردینن ناماںٛز یوٚنا نام پرٛم گرٛوم
وٚسے دگدھیاچ چھنک ماںٛس دزوہی تہٕ تم بنٛدھیت"

یانہٕ: "ملانوردین ناوٕ اوس مسلمانن ہنٛد بڈ کھوتہٕ بڈ پایک گورٕ یس یمیس واتھ آسنہٕ کنیٛ یتھہٕ بٹن ہنٛد گرہہٕ بھو ونکیاہ زنتہٕ اوسُس یہ تُہندِ ہیتی پھیٛر (باغی) آسن"۔

امہٕ علاوٕ چھِنہٕ بوٚن راج اَمس نوردینُن کانٛہہ تہٕ ذِکرٕ کران۔ تہٕ کینہہ وعالمو چھُ ننک تہٕ ظاہر کوٚرمُت زِ ملا نوردینن گژھ شیخ نورالدین نورانی نیٛرہٕ بدٕ ون آسُن۔ اما فارسی زبٲنی منٛز لیکھنہٕ آمتین تواریخی حالاتن اندر چھِنہٕ کانٛہہ بیٚیس نورالدین سٕندِ ناوٕ یوان لیٚش امہِ وقتہٕ بڈ کھوتہٕ بڈ بزرگ ماننہٕ یِن۔ سید نورالدین ناوُک شخص اوسنہٕ امہِ پایک۔

دوٚیم سوال چھُ بوٚن راج کیازِ چھُ اَمس ملا لیکھان، شیخ کیازِ چھُس نہٕ ونان؟ جواب چھُ سیٚو دزِ "ملا" لقب اوس یمین دوہن بڈ ینہٕ تہٕ عقیدتہٕ سان نہٕ یوان نہٕ زحقارژ کیٛ ونہٕ یوان، یُتھ رشی کتھ:

"ملے دیٚنہ تہٕ مولوی دوس
نہٕ ملیہٕ دیشتھ پرٕ زِ استغفار!"

تہٕ یمیس واتتھ آسنچ یہ کتھ بوٚن راجن لیچھمڑ چھیٚ سو چھیٚ یُنہٕ دُسٹیٚمہٕ تہٕ روحٲنی تجربچ تہٕ کھر ہیتچ نشان دہی کران۔

بیا کتھ اہم کتھ چھیٚ بوٚن راجن لیچھمژ۔ سو چھیٚ یہ زِ:

"یتھہٕ بٹن بیلہٕ شہزادٕ شاہی خان سنٛزسیاسی لوٚہ شوٚژ تہٕ دلیری ڈیٚچھ، تس تداینہٕ عمرتہٕ نیٚتہٕ گیٚس کانٛہہ"

رسُل پوشپُر

# شیخ العالمؒ تہٕ سادات

کٔشیرِ منٛز اسلامُک پرٛگاو باضابطہٕ ژوداہمہ صدی عیسوی اندر
نصیب ییلہِ حضرت شرف الدین بُلبُل کٔشیرِ وٲتۍ تہٕ یِمو یتہٕ کِس راجہ سُنٛد نیچُو شہزادہ
رِنچنس سلطان صدرالدین نٲو اسلامکس دٲیرس منٛز آو۔ یہِ واقعہ چھُ
تارِیخ چھِ یتھہٕ کنۍ گنٛڈمٕژ (وَنن آمُت)

"طلوعِ آفتابِ دینِ احمدی" ۷۲۶ ہجری

مورخ حسن شاہ چھُ بُلبُل لنٛگرٕچ تاریخی حیثیت تہٕ کٔشیرِ منٛز اسلامکین ابتدٲیی
آثارن تہٕ بٔڈ پایہ گوڈنیچ یتھ متعلق لیکھان زِ "اسلامُچ اَرزٕ یتھ ژٲو تہٕ بنا و
رِنچن شاہن ییلہِ پانہٕ تٔمۍ مُرشد سُنٛدِ باپتھ یتھ نِش بِیٹھ بٔڈ بایہ خانقاہ ۔
چھےٚ گوڈنیچ خانقاہ یوسہٕ کٔشیرِ اندر تعمیر سپز، اَتھ کوٚر ن مسافرن ہُندِ بینہ
خٲطرٕ باپتھ اکھ لنٛگر تہٕ جاری۔ لنٛگرُک تہٕ مُرشد ہُند خرچہٕ لُوِرٕ کرنہٕ باپتھ تھوٚون
ناگام پرگنس منٛز اکھ جاگیر تہٕ وقف۔ یُس موغل دورس تام برقرار اوس۔ اَوے کِنۍ
چھُ اتھ محلس بُلبُل لنٛگر (بلبل لنگر) ناو پیوٚمُت ۔

امہ برونٛہہ اوس ذولچُو یُس ہلاکو سُنٛدِس خانہ وادس سیتۍ واٹھ
سٔتھ ساس سپاہ ہیتھ کٔشیرِ حملہ آور تہٕ لوٗٹُرٕ سٕند حیثیتہ آمُت تمہِ اوس

مسلمان کمیاو ہینْد ہن
کہ بَنْدان توشہ خدایے!'

بأے بَنْدیجِ تہٕ ملہٕ ترأہ رچ پیہے آواز لُوٚزِمتھ کوٚر پیٚنہٕ بارشتھن سہٕ سماجی ماحول تہٕ اُستوار یمِتھ منزٕ لوٚکو سہہ بٔنٛچِ سِتم مُشراوِتھ ہیٚکی۔ بٕون راج چھُنہٕ اَتھ مُتلق امہٕ علاوٕ کانہہ تہٕ تبٕرہٕ کھتاہ لیکھان یتھ نُندٕ رٕیشس سیتی کُنہٕ زٕنگٕ واتھٕ لبنہٕ پیہہ، اما نتان چھُنہٕ علمدارِ کشمیر گنٛدرلوٚد بڈشاہہ نِسبے دوٚرس منٛز، امہٕ برٕونہہ نہٕ رُتا جبا چھُنہٕ اگر سلطانن تہٕ اُمی سِندِس تولو انس نکھ ونْتیمت آسہٕ۔ (بڈشاہس دوٚرس منٛز تیٚمبے نُندٕ ریشس کأنسہٕ وزیرس یا حاکمس سیتی زٕبدٕ بُجھی لاگے ہشی سپدِ بنے دلو بٕون راج اَزِچ تہٕ ذکرا کیہہ ہے)

★

شہاب الدین نس عہدس کو منتس منز کشیر یوان تہ زورن ریتن ییتہ قرار کرتھ
تشریف نوان۔ تمن ہئو ونہٹ چھ تواریخ حکام بن سام شنز ذکر سلالان ییمی ییتہ اتھ ہ
خدی علیوی کیتھ اشاعت اسلامس دسلابہ کور، ییتیک تہ وادار فضار و د تہ
تس کتھ۔ تہذیبی، لین دینکو چھ تمہ ہندی وسیلہ، تجارتھ، سیاحتھ تہ سیاسحہ
یم تہ آسی کنہ تہ زنگی نظرانداز کرتھ ہیکو۔ تاریخی کتابن منز یہند ذکر آسی تن یا
منتہ آسی تن تہذیبی نوح نحط چھ یہنز نحہ بادہتھ کران۔ سلطان شہاب الدین
ییتہ چھ تمی شنز بوے سلطان قطب الدین ۷۸۰ھ کیتھ تختس پیٹھ تہ ۷۸۱ھ
دوران چھ حضرت میر سید علی ہمدانیؒ دوہمہ لٹہ ستہ ہتھ سادات ہیتھ یور ییتھ
ییتیک روحانی وضا مشکہ ناوان۔ حضرت شیخؒ آسی تمہ ساتہ الہ یلہ دوہری۔
ملا احمد تہ وہنہ کور حضرت امیر کبیرنؒ ییتہ امہ پھرنن ریتن قرار ییمہ پتہ تم تبت
کن دراے تہ کاشغر تہ ختن واتی۔ تمہ پتہ چھ کشیر پیٹھ پھیرتھ گرھان گرھان
سپدی تم ۷۸۶ھ پکھلی (بنیر سوات) جایہ و اَص ) تیو ییتہ پیٹھ تہنز جسد پاک
امانتن دفن کرنہ پتہ ختلان واتہ ناو ییتھ ۵ جمیدالثانی ۷۸۶ھ سپرد خاک کرنہ آو۔
تاریخ وفات "بسم اللہ الرحمن الرحیم" اوس جان تیو سیدنہ وزتمن ورد زبان
ونہ چھ یوان ز حضرت میر سید علی ہمدانیؒ صابن کور حضرت شیخ عمر
ملا قاتھ تہ یور عبدالوہاب نوری چھ نفحات کبرویہ (مولفہ ۱۱۵۳ھ) کتابہ منز حضرت
بابا داود مشکوتی شند حوالہ دتھ یہ روایتھ نقل کران لیکھان: "بابا نصیب الدین
غازی صابن فرمودہ کا ہتہ پٹنز غلطی کنہ سہیتھ ہتھ جایہ" نوبامن " منز حضرت شیخ
حضرت میر سید علی ہمدانی شند ملاقاتک حال درج چھ تمتین کرتھ حضرت میر محمد ہمدانیؒ

ییٚنِچہِ سماجی، سیاسی تہٕ مدنی زندگی ہُند پارٕ گوٚو رُت۔ تِمو سُند امیہ اندازٕ
کٔشیرِ وٕچھہٕ ارکانہٕ یِن اوس ییٚتہٕ کہین ہِنٛدی راجن ہنٛدٕ باپتھ زنتہٕ موکٕ
پاٚغام۔ تِہٕ پتھ انداز اوس دِپیٚنے ووٚن، دوکھ تہٕ غم آس وٕہرِتھ۔ رٕ بیٚنچِن اوس
اسلام قبوٗل کرنہٕ برونٛہہ تہٕ اکہِ وٕری سیٚٹھہ دیوس بیٚتہٕ تِمنس ہیوٚ کھمہ رت
تُہٕ کیاہ ضٔروٗرٕ وٕرِتھ ییٚیہِ یِمَن اسلام قبوٗل کرٕنۍ۔ یہِ چھُہ تیٚتھ مامٕلہٕ پیٹھ سیٹھاہ
اختلاف ہیٚکہِ آسِتھ۔ وُنہِ یمہِ زاتھ منز چھُہ سماجی تہٕ سیاسی مصلحتن سیٹھاہ
کٲم دَخل پیوٚو یہِ کیٚتھ تہٕ ہیٚکو نہٕ مُشراوِتھ زِ ہِنٛدی راجن ہنٛز زورٕ زبردستی کِنۍ
گیہ ییٚتکۍ برٛہمن یینہِ داٚزنٕ تہٕ ہبرار سپدِتھ۔ یہِ وُنہِ باپتھ مجبورٕ "زِ اَسو چھِنہٕ
برٛہمن"۔ یتھ پاٹھۍ چھیٚ یہِ رٔشی وآرِتھ کالہٕ پیٹھ نٔیری فاتی ہوا لوابہٕ باپتھ وُچھ
دوٚو یتھ بعد آمٕژ۔ ہُزبری تہٕ ظلمس خلاف چھہِ کٲشری ہمیشہ سیٚتہٕ سیرٕ لٕد کرٕ مٕژ۔
یہِ کیٚتھ چھیٚ ابوریحان البیرونی تہٕ تاٚزِ بیٚتھ ابوالفضل تہٕ چھُہ کٲشرِ ہندس شرُد زیاد
داد دِوان۔ اَوکنۍ چھُہ یہِ وَننُ مناسب زِ اسلام پھہلیو ویٚتہٕ اندرٕ ہِنٛدۍ لہٕ تہٕ جذبہٕ نہٕ زِ
شمشیرِ داٚرِ سیتۍ۔ ہُم کو مُتلس دَبارس برونٛہہ کنہِ کارحم نہٕ کرنہٕ سٕتی چھُہ یہِ بیہ ییٚتہِ جن تران
یہلہٕ کٲشرِ سِندان محمود غزنوی تہٕ اکبرا گلس پکڑان چھُہ گڈ علی گو کا گونہٕ یوسف شاہ تہٕ تا کو کھُر
ملا قاتکہ بہانہٕ قابو کرنۍ پیوان تہٕ کٲشرِن ہنٛز آزٲدی چھُہ یتھ کنۍ گوٚو ڈنیک دُلتہٕ
پیوان۔ نتہٕ آس کٔشیرِ ہنٛز راز سیے دور دورٕ زانۍ تہٕ بدمعاش پاغام تہٕ تروٚوت سیٚتی پیٹھ
باقی دُنیہس۔ ییٚتہٕ ہیٚکو اسۍ کاتھہ وٲنِتھ ہرنہٕ ورآیہ وُنہِ تہٕ زِ کٔشیرِ چھِ سارۍ سیٚٹھے
دُنیہس منز ییٚنہِ کاٹہٕ شُد تہٕ آرِیخ۔

حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانی رحچھہ گوڈنیچ کیچھ سالان

بڈ باکمال تہٕ خدارسیدٕ بزرگ آسی۔ تٔہند تاریخ وفات چھُہ یتھہٕ کنۍ ؎

سالِ وصلش ز روئِ حبّ طلبی
زبدۂ خاندانِ آلِ نبیؐ (۸۲۵ھ)

حضرتِ شیخ دٲؤد آسی تمن دوہن کینٛہہ گوشہ نشین۔ یم آسی یٔتہ پاٹھۍ حضرت سید حسین سمنانیؒ سندس عارفانہٕ موٚحبتس منز روزتھ ابدی فائدہٕ برکتہٕ ملم ٲسری ٲسری نیران۔

## حضرتِ میر محمد ہمدانیؒ

یم آسی حضرت میر سید علی ہمدانیؒ صابنۍ فرزندارجمند۔ زٕ توٚوہ وہری واتی زٕ سید قوام الدین صابن ہوٚوکھ بابہٕ صابنۍ وصیتھ نامہٕ ییتھہٕ کنۍ تم پننۍ احباب تہٕ مصاحب ہیتھ سُلطان سکندرنہٕ وقتہٕ کشیر واتی۔ سلطان سکندرن کوٚرکھ وٕڈھ وٲتِھ استقبال۔ کشیرِ س وقتس روٗدی تم تہندی شاہی مہمان بنتھ بابہٕ صابنہٕ وصیتہٕ کنۍ اوس تمن حضرت شیخ العالمس سمکھن لازم ییتھہٕ کنۍ پننۍ سیتی باج ہیتھ زٔرار واتی۔

حضرت میر محمد ہمدانی سندین سیتۍ باجن گو ہینٛد یتھ پاٹھۍ حضرت شیخس سیتۍ ملاقاتہٕ بابتھ گژھن گوٚبہ ہیٚو۔ یوٚزٕ اندری سوٚ چاوھ زٕ اگر حضرت شیخ باکمال صوفی آسہ شہ کرِ حضرت میر محمد ہمدانیؒ صابس یتہٕ زٕ ناویتھ آسہ استقبال۔ چنانچہ تی سپُد، حضرت شیخؒ لوٚگ تہندہٕ بنگ سپے تہٕ دٔرالکھ چھتھ۔ علیک سلیک پتہٕ فرموٚوکھ تمن کُن ؎

چانٛز کُس کرِ مانا چھکھ ہیرن ہُند سے دانا

یِمن ییُٚن۔ اَو کِنۍ تہٕ چھُنہٕ یِمن کانٛہہ ملاقاتھ ممکن باسان؟

حضرت شیخہٕ سٕنٛدِس زامُتس متعلق تہٕ چھُ اختلاف، کینٛہہ چھِ وَنان زِ تِم زامٕتۍ ۷۵۷ ھہ کِس وارِہس، تاریخی کُتب یا اذان بیٚٹھ اچھی چھُنہٕ ۷۷۹ ھہ زامٕتۍ تہٕ ۸۴۲ ھہ سنہٕ وفات مانن والین ہُنٛد تعداد چھُ زیادٕ، اوکنۍ چھےٚ یہٕ روایتھ ترجیح دِنَس لایق۔

یِتھہ عہد ساز شخصیتھ چھےٚ تاریخی وٕنلہٕ بٔڈۍ گٔنڑھان۔ حضرت شیخ رح چھِ تاریخی شخصیتھ آسنس سٟتۍ سٟتۍ عوامی شخصیتھ تہٕ، یِمن اَسہٕ برونٛہہ کنہٕ۔ اوکنۍ چھِ یِہندۍ عامہ فانہٕ کالہٕ علاوٕ تِہندِ زندگی ہندۍ اہم گوشہٕ تہٕ زبٲنۍ زبٲنۍ روایژ بنیٚمٕژ۔ تِمن نامن اندر تہٕ چھُ اختلاف کینٛہن ہُنٛد، یہٕ آسہِ نہٕ کانٛہہ انکار کٔرِتھ چھُ حال زِ سانہٕ یوشہٕ وارِ شِیٛر اسلامُک صُبحُک خوش ہوا حضرت میر سید علی ہمدانی رح سٕنٛدۍ کنۍ نصیب۔ تِہٕنزۍ بابرکتھ ذاتہٕ ہٕنٛدِ برکتہٕ کٔٹھکیہٕ آوی یتہٕ اسلامُک کھٔورِ تہٕ رواداری ہُند فضا تہٕ رُوٗد برقرار۔ "اورادِ فتحیہ" بالجبر یِہنٛز اجازتھ تِہٕندۍ تحووٕ تُموٕ توحید کہ تبلیغک یا برکتھ سلسلہٕ جاری یُس مقامی حالاتن تہٕ روایتن عین مطابق اوس۔ یہٕ چھُ تاریخی نُت منظرِ سٟمِہ کِس حالیس تل حضرت شیخ رح زامٕتۍ تہٕ پٔتھٕ چھے یہٕ۔ کشیر ینہٕ برونہٕ تھٔرۍ سۆزی میر سید علی ہمدانی رح ابن سید حُسین سمنانی رح یینٛزکی سیاسی حالاتھ معلوم کرنہٕ موکھ پور۔ یِہنٛدی دُسی چھِ حضرت شیخہٕ سٕنٛدۍ والدِ بزرگوار سلسلہٕ سٕتۍ شیخ سالارالدین لقب پرٛٲوِتھ اسلامکس دٲیرس منز یوان۔ حضرت سید حسین سمنانی آیے سلطان شہاب الدین نہٕ وقتہٕ کشیرِ ۷۷۵ ھ منز۔ تِمن سٟتۍ آسۍ تِہندۍ احباب تہٕ گرٕکۍ بٲتہٕ تہٕ۔ کولگامہٕ کوٚرُکھ قیام، تتی گٔیِ ۱۱ شعبان ۸۲۵ ھ یَس منز یِمہٕ عالمہٕ

یہنٛدِ زیارتہٕ ستھٕ چھُ نہ تہٕ فاضِل یاب ست پدان ۔

## بابا غلام الدین عرف غُلم الدین ریشیؒ :

ہم آسی حضرت میر محمد ہمدانیؒ سندی مکمل تربیتھ یافتہٕ آسنہٕ علاوٕ تمن رٕنٛدٕ ٹاکٹھ تہٕ ۔ ۱۵ ار رجب ۸۱۲ھ یٔیلہ تِمو حضرت شیخنؒ زوٗلُس (ژ ژایہٕ) خط ارشاد عطا کوٗر، تِمو کوٗر اکھ عرض زِ بابا غلام الدین تراوِی توٗن یِتیتہٕ یہٕ سیٚنٛے ستی ۔ حضرت میر محمد ہمدانیؒ صاحبن کوٗر تہنٛز اکھ خاہشہٕ احترام پٔتہٕ ہی بابا غلام الدین حضرت شیخسؒ حوالہٕ ۔ یُتلس مُرشِد سنٛدِ واصل حق گژھنہٕ پتہٕ سیدی برین نشاطہٕ گوشہٕ نشین تہٕ تِتھی چھ او سُودٕ تہٕ ۔ کٔیاں اکہٕ دۄہ یہٕ آسی میر محمد ہمدانیؒ تہٕ حضرت شیخؒ ریکہٕ وٕنہٕ یتھ عارفانہٕ محفل آس لگِتھ ۔ نِماز ہنٛد وقت سۄدٕ تہٕ مؤذن غلام الدین وُچھی بانگ۔ پرنہٕ ۔ حضرت شیخن دِوٗ یکھ قرار کٔرِو، وُنہٕ سپدہٕ بانگہٕ ہنٛد وق ۔ حضرت میر محمد ہمدانیؒ سنٛدی رفیق سپدی حاران تہٕ اَنٛدری اَنٛدری سوٗنچکھ زِ یہٕ شخص چھُ بے شک۔ صاحب کرامتھ یوٗز بے عُلم تہٕ آن ییرٕ آسنہٕ کٔنہٕ کیاہ زانہٕ وقت شناسی ۔ امہٕ پتہٕ پژھکھ حضرت شیخسؒ زِ اَچھ (وقت شناسی ہنٛز علامتھ کیاہ چھے ۔ تِموٚ وٚ نکھ درجواب زِ اُچھ گاش پٔراوُن ، یٔیلہ بانگ پرنُک وقت ووت مؤذن غلام الدین صابس کوٗرکھ آلو ۔ تہنٛد کھور تھوٗ وٗکھ پٔتہٕ پٔتہٕ پایہٕ مبارکن پیٹھ تہٕ دست مبارک کٔلس پیٹھ تہٕ وٗ وِنہس ہیوٚرکُن وُچھُن ۔ تِمو وُچھ حسبِ ارشاد ہیوٚرکُن تہٕ وُچھکھ بانگہٕ باپتھ کوٗ کٔرکھ ملائکہ فرشتہٕ تہٕ چھُ بانگہٕ ہنٛز تیاری کران ۔ امہٕ واقعہٕ پتہٕ سۄدٕ تہنٛدِس دِلس منٛز یمن یُنٛ حوالہٕ کرنُک تہٕ تہنٛد خلیفہٕ بننُک شوق پٲدٕ ۔ بابا غلام الدینؒ صابن ہوٚنگ حضرت میر محمد ہمدانیؒ صابس امہٕ باپتھ اجازت تھۄ، تِمو مُنٛزکھ نہٕ ، تِمہ پتہٕ تہٕ لوٗزکھ

ژیسے یتھ کرو ذِکرٕ تورٕ بانا ژھکھ بنِ امیرِ ہمدانا

...ہمہٕ کرامژ و چھیتھ سیدی حضرت میر محمد ہمدانی رح سندی مصاحب

ییٚن بنٕنہٕ جایہٕ ناکٲم، اَتھ دوٚس ہیٚمٹھ چھُ حضرتِ شیخس رح تھندِ ین ژاٹن وتِ بی بی

بہت بی بی ییتر تہٕ حضرت میر محمد ہمدانی رح صٲبس درمیان بڈ دلچسپ تہٕ عارِفانہٕ

کتھ باتھ سیدان ییٚمہٕ ستی میر محمد ہمدانی رح صٲب سیٹھاہے متاثر سپدی تہٕ فرمووکھ

زِ حضرت شیخ سند درجہ چھُ اولیاہن الکملن برابر تہٕ یم چھِ ریاضتس تہٕ نفس کُشی

منز تہٕ جود روٚس - اَتھ مجلسس منز آسی حضرت شیخ سندی باکمال ژاٹھ بابا بام الدین رح

بابا زین الدین رح، بابا عبداللطیف رح تہٕ بابا نصر الدین تہِ موجود - حضرتِ شیخن رح چھُ

میر محمد ہمدانی رح سند کشیرِ ینک تاریخ ییتھ کوٚنڈ مُرت "کاشرِ بن بہار آو" ۷۹۶ھ

(کاشرِ بن بہار آو) تہٕ پیر غلام حسن کھوییہامی چھُ یوٚسے تاریخ ییتھ کنہٕ نظم کوٚرمُت

حسن گفت تاریخ تقبیف او

مبارک امیرِ کبیرؒ آمدہ

یہ کتھ تہِ چھے پزٕ لایق زِ سلطان سکندرن تُل تھندِ ینہِ یانسے

۷۹۶ھ ییتہٕ خانقاہ معلی کس تامیرس دس تہٕ ۷۹۸ھ تس تام واتہٕ لوکھ اندر-

۱۵، رجب ۸۱۷ھ چھُ سہ اہم دوہ ییلہِ حضرت میر محمد ہمدانی صٲبن حضرت شیخس رح خطِ

ارشاد عطا کرتھ تھند ولی الکمل آسنس تصدیق کوٚر - حضرت میر محمد ہمدانی رح نوٚدر

ہٕ لوٚدہن ووذِ ین ییتہٕ تیمو کرٕ حضرت شیخس رح توبرکہٕ ناوی ترٕسے چیزٕ تہٕ عطا-

(۱) آبہٕ نٹس تلہٕ کھوٚ ئیچ آر- (حضرتِ فاطمہ زہرا رض سنز) ۲- عاقمے شریف (۳)

سبز خرقہٕ - یم ترٕ نوٚسے توٚہر کاتھ چھِ ژاٚرِ شریفچہِ زیارتہٕ منز موجود تہٕ لوٚکھ ہیٚتھ

سیدہ امیر ضیاؤ فخر بیس سیرہ آنتہ بیٹھ وآتی سید عالی والیس بلخ۔ لوبے تختس بیٹھ
بیہنٔ آو بوو پتیے کشیر وآئتھ۔ برابر سٕتی وٕچھن ہند سفر طے کٔرتھ۔ حضرت شیخ آسی
یتن دوہن زِ یہ وۄن گوشہ نشین۔ بابہ نصر سیمھ آے میہانس بڈ وندٕ یکھر لوبر
سید کھ ملاقات۔ حضرت شیخن ووٚنکھ خابک سوٗرے حال۔ گٔرزا آنچہ تجلیس جنتہ
مینز نیہ بوتاو یکھ بڈ وندٕ کینہ۔ سید عالی ین ووٚنکھ زِ وۄنیکتام آسن نہ مٲنے خابن
بیٹھ کانہہ پرٛدہ۔ حضرت شیخ وۄتھ کٔرتھ در جواب "نمایش" چھنہ "آرایش" چھے
دونٹوے بزرگ روٗدی اکس بیہل ہندکیٔ سید عالی ییس گو گمان زِ میثون مرشد
چھاان پرٛ کینہ لپر رمزٕ۔ از مائتہ باپتھ ووٚنکھ زِ مٲنے چھ کینہ حدیث یا خبر صحیح
چھا کینہ نہ۔ حضرت شیخن وۄتھ کٔرتھ در جواب صاحب حدیث سیہ یپہ ژھوو۔ وتھی تھوود
نہ وآتی آنحضورن ہندس روضہ مطہرس بیٹھ۔ حدیثن متعلق تہ یپہ ژھکھ تمنے
خارج ہنو بہو محفل وچھکھ ہلیہ تنتھے کٔنز۔

سید عالی ییس ژھۄ بساری شکھ پژھ ہرسے یسٕ تہ کھر لیوٕ بے گۄرکھ
روزنہ خاطر لیسند۔ یپہ تھو دوا آسی! حضرت شیخن نش واتان۔ اکہ دوہہ آسی
سید عالی دل موٚ لول ہوری۔ یپہ ژھہہ دلیل کیا چھے؟۔ در جواب ووٚنکھ
"یا انس ماجہ ہنز قبر بیٹھ تا نچہ یرنہ موکھ" حضرت شیخن ووٚنکھ طے مکان
کٔرتھ فارغ پرٛن۔ طے مکان کوٚرکھ تہ وآتی بلخ۔ حضرت شیخن ژ مزارس اساد انس
اندئ اندئ پرٛکھ۔ ییلہ اُچھ مزارہ پکھ تہ مزار وچھکھ ماشہ ژھی نہ کل تہ تمے
نکی ہیہتر پکھر لوٚ روٗد مت سید عالی روٗدی حضرت شیخ العالمس یتھ پیٹھ [illegible]
[illegible] ۱۲ محرم الحرام ۸۷۰ھ بیس کنیت سید کو اصل تجو [illegible]

ریشی طریقہ خوداتعالیٰ گاونک تہ ریاضتک مسلک یختیار۔ وُ نیہ چھُ لیوان زِ
حضرت میر محمد ہمدانی رحہ چھ پننس پتہ کیس رفیقس تہ فدویس سید حسین اندرابی
صاحبس حضرت شیخس حوالہ کُرمُت تہِ تمہنز عارفانہ تربیتھ تہ تمنیے مٹہ تھوان۔ تم چھ
۸۶۱ ھس منز پننس عالمہ گامتی۔ خوداوند کریم کرِ تمن بتار تھود مقام عطا۔

## سید علی بلخی بکھر لوری :

یم آسی بادشاہِ بلخ۔ دپان یم آسی لوکہ پانہ پیٹھے دُنی بیہ زنتہ
بے زار۔ یوسے خندہ پیلہ پوٹھان گو، سرکاری خزانہ ابر باد کرناکھ تہ تکھ حکم۔
اُمیرو، وزیرو، تکھ تیہمن تہ موحتاجن باگرنک مشورہ۔ تی آو کرنہ۔ بادشاہ
زرا و ملکانن تہ نپ شہزادہ ہیتھ بے نا صحرا و کن دراند نیہ۔ اکس شہرس منز
واتی۔ ملکانی گیہ بیمار تہ موہ۔ سید علی رحہ صاحبس تہ تہندین دون
جگہ گوشن سید بڈ دکھ تنہ اکھ نتیجہ زننہ گو بینس تہ زدلہ ہش گیکھ۔ امی دوران
سپدکھ آنحضور صلعم جلوہ گر تہ وونہاکھ ز ژے گیا ز چھے پانس تہ پننین اولادن
پیٹھ ظلم روا تھوومت۔ چھان گژھ کشیر۔ یوسے تمتس پیہنا چھ وات کشیر
ہندس شیخ نورالدین ریشی بس لش تس تی نیبرن چانی ساری تمنا تہ واتنہ پنین
ارمان تہ گژھن پورہ۔ حضرت شیخ رحہ تہ سیدی حاضر۔ آنحضور صلعم وونس سید
علی شنداہتھ حضرت شیخہ سندس حلقس منز۔ یتھ گنی تھوکھ تمن تمی سندز تربیتھ
مٹہ۔ حضورو تھاو کُنیہ کھر تہ ژوجہ تارِ سید علی نیس تہ وونکھ کنہ۔
ژوجہ کھیکھ، کھر تہ آنجہ کھوکھ چندس۔ یلیہ بیدار گے، کھر ، ژوجہ دُراو سانہ
وُنہ تہ آسس۔ خانک خیال وونکھ جگہ گوشن۔ تموو وونکھ کشیر تھ نزار تہ

ہندِس نزُھتس[1] اندر چھِ "رِیشو منترا درشٹا وا" ہوی لفظ میلان یانے رِیشو
چھِ منتر وُچھمتی، ٹہنی متی، لبٕرِ متی تہٕ یمین چھُ منترن ہند تجربہ سُپُد متُت، یِم چھِینہٕ
لیکھنہٕ آمتی۔ مطلب یہ زِ یِم چھِ الہامی، کأنسہ بشر سُند نتیجہٕ فکر چھِینہٕ۔ "دُرشٹا
ریشی" تہٕ چھُ اتھی کُن اشارٕ کران یمیُک مانے یہ چھُ زِ رِیشی چھِ وُچھن وآلی، یمہٕ
ؤ۔ ییٚنہٕ والِہ وقتُک حال ژٕینن وآلی تہٕ مستقبلچ خبر تھاوَن وآلی۔ امہِ تٕلہٕ چھُ
یہ تنان زِ یمین بزرگن پیٹھ وید نازل سپٕدی تِم تہٕ آسی رِیشی۔ ویدن منتر چھُ
لفظ رِیشی تہٕ میلان۔ اَگ ویدکہِ اکہِ منترک یہ شمار چھُ گواہ سہ

وۆن دِتھ دِلہٕ کٔنی گوشن منتر
لبہِ دِشن لوب رِیشہ مالیوسہ[2]

اپنشدن منتر چھِ رِیشین ہندی علو طریقہ جاد ٹاکارٕ پأٹھی ثبوت
نیران ییٚتہٕ لوگ زرشنس پیٹھ سپھاہ زور دِنہٕ آمُت چھُ۔ اَتھ سلسلس منتر
چھُنہٕ راما ینک تذکرہ کرنہٕ ولہِ بالمیک رِیوش تہٕ بھاگوت گیتاہُک ناو ہیٚنہٕ ونہٕ
بیاس رِیوش تہٕ منتراوُن لایق۔ آریَن ہندی زٕ و رآشرم۔ برہم چآری، گرہستی
ٹسنیآسی تہٕ وان پرستی تہٕ چھِ یہ ہاوِتھ دِوان زِ جنگلن اندر گُزرِ ہتھ تپسی کرنی
اوس پُھنیٚند تہند یَک اکھ ضٲرۆری حصہ۔ یِم رِیشی آسی علاوس منترتہٕ کمانس
وآتِ دِتی آسان تہٕ ریاضتس منترتہٕ۔ ہنہٕ بنہٕ زٕ ونہٕ ظاہری علم حاصل کُرن تیوٚت
ضٲرۆری یوتاہ گیان دیانس کُن کل کرنی لازمی بنے یہ۔

---

[1] ویدن ہند قاموس شبد زان   [2] ترجمہ۔ امین کامل

مشعل سلطانپوری :-

# شیخ العالمؒ تہٕ ریشیَن ہُنٛد تصور

محمد امین کامل چھُ نوٚ زامس منٛز کشیرِ ہندین ریشن تہٕ ریشی سلسلس متعلق یتھہٕ پاٹھۍ دِوان اَکِس جاے لیکھان زِ "حضرت شیخ العالمؒ چھُ ریشی سلسلہٕ قایم کٔرتھ اکھ قسمہٕ چ بگتی لہر بآگہٕ کران" تہٕ بیٚیس جاے "کشیرِ اندر چھِ ریشی نیٛچھ کالہٕ پیٚٹھۍ آسرٕ دِتھ یم آسہِ کُنہِ واسطہٕ ووٚنۍ خودایہٕ سُنٛد گیان حاصل کران تہٕ کام، کرودھ، لوبھ، موہ تہٕ اہنکار نِش نیٚبر روزان۔ یوٚہے چھُ شیخ العالمؒ سُنٛد مسلک او سمرت، بیٚیہن کینٛژن ریشیَن ہنٛز ذکر چھےٚ راج ترنگنی اندر تہٕ میلان حضرت شیخ العالمؒ تہٕ چھِ پانس برونٛہہ کینٛژن ریشین ہنٛدۍ آسنُک پیے دِوان۔ امین دوٚن بیانن اندر چھُ اکھ عجیب تضاد ہیوٚ باسان۔ اگر یتھہٕ نیٛچھ کالہٕ پیٚٹھۍ ریشی آسرٕ دِتھ چھِ، حضرت شیخ العالمؒ صاحبن کتھہٕ پاٹھۍ کوٚر ریشی سلسلہٕ قایم؟ اصل کتھ چھےٚ یہ زِ تِمو چھُنہٕ ریشی سلسلہٕ قایم کران بلکہ امیُک تجدید کران تہٕ اُہنٛدۍ اتھہٕ چھُ یہ سلسلہٕ بیاکھے رنگ رٹان۔

کشیرِ ہندس ریشی سلسلس چھُ ہندوستانی ریشین سیتۍ واٹھ باسان ہندوستانس منٛز چھِ ویدک زمانہٕ پیٚٹھۍ ریشن ہندۍ وجوٗدک پے میلان۔ ویدن

ریشی طریقہ پانناونک اوسا یمن اجازت تہٕ یم ہیکہ ہتھ پہ کٔریتھ اکھ چھ یہِ و شیسر حاجنی صاحب یہ دلیل دِوان زِ یُس خطِ ارشاد حضرت میر محمد ہمدانیؒ صاحبن حضرت شیخ العالمسؒ دِتھ تمہ اندر چھُ چِلہٕ کشی تہٕ خلوتہٕ نشینی ہٕند اجازت بہر حال یِہن چھُ ناہ بتہٕ زِ حضرت شیخ العالمسؒ برونٹھ تہٕ چھ کشیر اندر ریشی آسر متی البتہ یِمو کٔر یمہٕ شیخ تجدید۔ صاحب اسرار الابرار چھُ لیکھان "در طریق ریشی جہد دیگر داشند و طریق رہبانیہ و برہمنیہ راہی ساخت اگرچہ پیش ازاں تازہ بود" یانی برہمنی تہٕ رہبانی ریشیت اوس امہ برونٹھ عام۔ شیخن کٔر امچ تجدید تہٕ یتیس جایہ "طریقہ ریشیہ قبل بر جادۂ برہمنہ بود ازاں باز (یمن ریشین کُن اشارہ) تا زمان شیخ نورالدینؒ طریقۂ ریشیہ شیئاً منشیاً اندراس یافتہ بود و جادۂ برہمنیہ انحراس باز شیخ نورالدین قدس اللہ روحہ این سنت سنیہ ریشیاں تازہ گردانید" مطلب یہ زِ برونٹھ اوس ریشیت برہمنی وَتہ پیٹھ، یِمن ریشین پیٹھ حضرت شیخن سندِ زمانس تام آو اوریمہ پتہٕ زرٕ زرٕ مٹھ، لوکن لو پیر تہٕ تازگی، برہمنی وتہٕ کیس تشنہ،،

حضرت شیخ العالمس کیا اوس ریشیتس تہٕ ریشن متعلق تصور امہ خاطرٕ بکیہ دٔہ یمن ہنزو ریوایژو کھوتہٕ ژھینہ کلام صحی گواہ بنیتھ۔ یم چھ ییلس کلامس منز کینژن جاین پانس برونٹھ آسرو متین ریشن ہند تذکرہ کران۔ امہ تذکرکنہٕ چھُ پتہ نتان زِ تِہندن ناوہ ہینک مقصد کیا ہ۔ چھُ اوسمُت۔ کُنہ جایہ چھ پانس مقابلہ تِہنز برتری ہاونہ کنہٕ تہٕ پننہ ہنز رچ تہٕ انکساریچ باوتھ کرنہٕ کنہ یم تِہندِ ذکر کران۔ کُنہ جایہ چھ تِمنہٕ ہندیہ ہندِ مرتبہ پیداونک طماہ کران تہٕ خودا بس دامنگان تہٕ کُنہ جایہ یہ ہاونہ خاطرٕ زِ تِہندِ تحریک راز کیاہ اوس، تمو کیتھہ پاٹھو نفسس ستی جنگ ہتھ اسلام

کٔشیرِ منز اسلام وانٕنہٕ برونٛہہ آسۍ ہِنٛدی اثرات یِمہٕ چہِ تہذیبی زندگی پیٹھہ لۄڈِ پاٹھۍ بیٹھمتۍ۔ ہِمۍ اثرات نہٕ بُدازم اوس رنگن رنگن شروٗمُت۔ ویدانتکۍ نہٕ شیواز مکۍ فلسفن آس دِلن منز جاے کٔرمٕژ تہٕ ریشۍن ہنٛدۍ ریاضتکۍ تہٕ نفس کشی ہنٛدۍ طور طریقہٕ آسۍ مقبوٗل سپٕدِمتۍ۔ لازمی ٲس ہِمٕژ یِمہٕ تہٕ لۄکَن طور طریقن کُن دِلچسپی ہاوِنۍ۔ کٔشیرِ ہنٛدۍ ریشۍ سلسلُک گوڈنیُک کۄرِ چھُ کٔشیپ ریوِش مانٕنہٕ یِوان ییٚمی یِہنٛدہ نیسی تہٕ خوداریسی ہنٛدِ طاقتہٕ سٟتۍ سرٛک جلوبھود یُوگول نہٕ بال تُرنٛہنٛد کوٗڈُن امثالک آب یِلہِ بِہ سوٗد رو آدی کپٲران ٲسۍ۔ راج ترنگنی منز کیٚژن ریشن ہنٛد ذکر چھُ یِوان یِہ سلسلہ روٗد جٲری ؤن حضرت شیخ العالمؒ سٕندِس بابہ صاحبٕنۍ یٟمن ریشی سندٕ نیتہٕ مسلمان سپدِنۍ (اکہِ روایتہٕ مطابق) چھُ اکھ نیٛنۍ کتھ دربرکران بیٚنہٕ یِنہٕ شرارَوان زِ حضرت شیخ العالمؒ سٕنٛد گوڈنیُک مسلمان ریوِش۔ یِمہٕ برونٛہہ تہٕ آسۍ کینٛہہ ریشی مسلمان سپدِمتۍ۔ تاریخ حسن کتابہ منز چھُ راموٗ ریشۍ سٕنٛد سلطان محموٗد غزنوی سٕنٛدِ ملاقاتُک ذکر (میلانٕ) سپدیمتۍ یِہ کمتھ تہٕ زِ راموٗ ریشۍ ہسا ووٗن محموٗد غزنوی یِس زِ چانٛہِ مرشد ابوالحسن خرقانیؒ تروٗوِس بہ لۄکچارِس منز دٔری باوس یِلہٕ مےٚ زنٛگ دِتۍ، عالم ملکوت سپُن مےٚ بیٚیٹھ روٗشن"۔ پروفیسر محی الدین حاجنی صاحبٕنُن خیال چھُ زِ یِمن ریشۍن ہنٛد ذکر حضرت شیخ العالمؒ یِہنٛدٕ نیٛن شروٗکیٚن منز کران چھُ تِم چھِ ساری مسلمان آسۍ دِتۍ، تکیا زِ تِم چھِ حضرت شیخٕنۍ بلنٛد روحانی پیشوا مانٛنۍ متۍ۔ یِمان چھُ تِم نیٛبر رنگ آسہٕ تہٕن غایر ملکی اسلامی مبلغ ییوٗ کٔشیرِ منز ریشۍ مقبوٗلیتھ وُچھتھ امکۍ طریقہٕ یاننٲوِ نہٕ زوٗنکھ نہٕ تیٚمہ پاٹھۍ گٔژھو آسۍ تبلیغی مشنس منز کامیاب۔ مسلم مبلغ آسۍ تھ

نٮٮبٮو ورِ حمل علاقس منز چھِنہٕ تیٚز یا اٲٹھ امہِ ناوٕچ کانٛہہ جاے مگر کمرازس منز چھُ اکھ جنگل امہِ ناوٕ کنۍس ہرِ سے کو پوٚاری کینہہ چھےٚ۔ اتھ متعلق چھُ میٚون اکھ مضمون تہٕ کاشُر ہفتہٕ وار "چمن" اخبارس منز چھاپ سپُدمُت۔ ریشی وَن چھُ بقول پیرزٕ قلیر حاجنی سونہٕ وارِس منز عنفاپورس نکھہٕ۔ یلاسمن چھُ لدرمن ریشن لوسے لیُٚس بڈ گامہٕ گوڈٕ سو تتھ روزان اوس تہٕ رٕمہ ریشن زینہٕ جاے چھِنہٕ نناں۔ حاجنی عٲلہن کینہہ چھےٚ تموٚ ہاروان تبلیغ کوٚرمُت تہٕ راز حلدیو ہندِس زالس منز اتی اکھ گو بیمہٕ منز غائب گٔژھتھ ، تہنز زیارتھ چھےٚ ۔۔ گامس منز۔

حضرت شیخ ہندِ ییمہٕ تذکرٕ کینہہ چھُ نناں زِ تِم چھِ یمن ریشن ہندی بڈٕ ہی تھنگ ماناں تہٕ پانس تہٕ یمن مقابلہٕ گٕٹھی جگراد وال۔ زمانہٕ کہ لحاظ چھُ امہِ تلہٕ ریشن ہُنٛد اکھ سلسلہ برونٛہہ کُن پکان ییمہ اندر لوٚکُس تتھ یم تہٕ ورٕ ریشی وُٹھی چھِ۔ اویسی آسنہٕ کینہہ چھِ تِم پیغمبر خدا صلی اللہ علیہ وسلم تہٕ حضرت اویسؓ ہندِ بیٹھ ابتدا کران بیٚلیس جایہ چھُ ووٚٹھناوِ تھیوٚ منز کینژن ناوَن سیتی تہنز زینہٕ جاے تہٕ ہاوٕ نہٕ آہُر۔ سیتی چھُ بیتہ نناں زِ حضرت شیخ کیتھ اندر آو بیٚنٛد بجہ لبنہ یمن اوس بجہ حاصل سپُدمُت پننہٕ عملہٕ سیتی ، زہدس ریاضتہٕ سیتی تہٕ نفس کُشی سیتی۔ اَتھ نفس کُشی منز چھِنہٕ کم کھیوٚنے یا نہٕ کھیوٚنے یوت، اَتھ منز چھُ نفس مارنہٕ خاطر ٹیٹھی زہر چیٚنی ، ہلاک کرٕ نی چیز تہٕ شامل ؎

ڈنڈ کٕ وٕ تکی زنکاد ریشی — تمی گنڈھس کڑان ما ے
تمی حضرت میران ریشی — کرٕ پیٚٹھ نفس سیتی کوٚر نیاے
ان کھینکھ تھوٚوُن نہ بدن — کرٕ بدن تو شہ خوٚدا ے

جہاد اکبر وَنان چھُہ ۔

اُکِس جایہ چھُہ یہ ترتیبہ کِتھ پأٹھۍ :

اول ریشی احمد ریشی — دوٚیِم حضرت اویس آو
تریِم ریشی زلکار ریشی — ژوٗرِیم حضرت پلاس آو
پانژیِم ریشی رُمہ ریشی — شیٚیِم حضرت میران آو
ستیِمس کُہِم ہیش نادٕ ریشی — ہُرکُس ریشی تہِ مےٚ کیاہ ناو

اَتھ منز چھُہ شیٚن ریشن ہُند ناو ہیٚنہٕ آمُت ۔ گوڈنیک تہٕ دوٚیِم حضرت احمد مجتبیٰ محمد رسول اللّٰہ صلی اللّٰہ علیہ وسلم تہٕ حضرت اویس آسنس متعلق چھُنہٕ کُنہِہ اختلاف رایے ۔ باقے ژوٚن ریشن متعلق چھُہ زبردس بحثا بحثی سپدمُت ۔ کیٚنہہ لُکھ چھِہ وَنان زِ یم چھِے نہٕ تیٚتھۍ ریشی ۔ زلکار سُند تولق چھُہ حضرت علی کرم اللّٰہ تعالیٰ وجہہ ہس ستیٚ ۔ حضرت میران سُند حضرت شیخ سید عبد القادر جیلانی رضہِ تہٕ رُمہ ریشن حضرت خضرس علیہ السلام ستیٚ پأدٕ کرنہٕ یوان ۔ اَتھ برعکس رایے تھاون والین ہُند بیان چھُہ زِ یم چھِہ ژوشوے کشیر ہندۍ ریشی ۔ یم وضاحت چھِ یہ رایے تھاون والین منز شأمل ۔ یہند رایہ چھُہ بیاکھ تیٚنز تہٕ ڈیٚکھس شہ گو یہ زِ حضرت شیخ العالمؒ یتھیلہ ژوٚیمِن جاین ہیٚن ریشن ہُند ذکر کران چھِہ تیٚتہِ چھِہ تِم یہند روزن جایہ ہُند ناوِ نہٕ یوان ۔ مثلن پأٹھۍ "ڈانڈک وَنک زلکار ریشی" تہٕ "ریٚشِوٚنکۍ میران ریشی" بیترِ بیترِ ۔۔۔ ڈانڈنک وَنس متعلق اوس کأمل صاحبُن خیال زِ یہ چھُہ کرالہٕ کِس حمل علاقس منز اکھ گام نہٕ وَن ۔ رشید نازکی صاحب اوس یمن ستیٚ اختلاف کران زِ تیٚتہٕ چھُنہٕ اَمہ ناوُک کانٛہہ جاے ۔ مےٚ کوٚر ہیٚنہٕ آیہ تحقیق تہٕ

# شیخ العالمؒ نہٕ کاشُرٕ شُو فلسفہٕ

ترٛوداہم صدی چھےٚ کشیرِ منٛز ادبی تہٕ سیاسی لحاظہٕ اہم مانٛنہٕ یوان آمٕژ صدی منٛز چھہٕ کشیرِ منٛز اکھ موٗل لال یا دٕ سیدان تیٚنٛہٕ زتہٕ پتہٕ طرفس پیٚٹھ زلاوان چھےٚ ۔ اکھ شُند ناو چھُ شیخ نورالدین ولیؒ یا نُنٛد ریٚش ۔ ریٚشن ہنٛدِس سِلسلس منٛز چھُ اَمِس مہاتما شُند مقام سیٚٹھاہ تھود تکیازِ یہ اوس تیٚزی یا عطا اکھ کھدیا یک ریٚش ۔ ریٚش گوشہٕ نشین تہٕ کالہٕ دوشی آسہِ بانٛسے یمن ہنٛز نظر تہٕ بن کالن (وقتن) پیٚٹھ آسہ، تہٕ گوشہٕ نشینس، حالس تہٕ مستقبلس وُچھان آسہ ۔ رُوحانی نظر آسنہٕ کِنۍ اوس یہ مہاتما (GREAT SOUL) تہٕ ریٚش تہٕ ۔ مہاتما چھہٕ تس وَنان یُس پرکھہٕ زِ لوٗس (جانٛدارس) منٛز خُدایہٕ سُنٛد زوٗپ وُچھان آسہ ۔ مہاتما تہٕ ریٚش آسنہٕ کِنۍ اوس تہٕ اہنسا (عدم تشدد) ہُک پرچار کران روُد ۔ مہاتما بُدس پتہٕ لُوک اَتھ ہنٛدِس دورس منٛز اہنسا دَرمس سیٚٹھاہ پُوجہِ مہاتماہس تہٕ زِتہٕ شبس منٛز یِم آتما آسنہٕ کِنۍ

---

[illegible]

پانس پتہٕ ییٚنہٕ والین آخرٕ زمانہٕ کین ریٚشن متعلق چھِ فرماوان ؎

کٔلکی ریٚشی کیٚنژھ ریٚشی      یمن کھین کیٚنہ غم
خاصن تھوون نیٚشم نیٚشی      اُکس گو گٔل تہٕ بیٚیس کرٕ دم
نہٕ کھیٚتھ تُبلہ خودایس مُشی      ریٚشی یس یم تہٕ یہِنز زور کم

یانہٕ ییٚنہٕ والین ریٚشن نشہٕ آسہ ریٚشیٚت محض اکھ ژوری بہ لوکن اُچھن سٕ پٲٹھ ترٲونک، بہ گژھہِ ریسم بنٕنۍ، اصل ریٚشیٚت روزِ نہٕ کُنہ۔ باسان چھُ ژٕ تہندِ زمانہٕ نہٕ چھِ کیٚنہہ ریٚشی ژھری آسہٕ ہتۍ ؎

ریٚشی یس ریٚشیٚت پالہٕ ہن      گو یمن ژالہٕ ہن آسہٕ عنیتی
ریٚشی چھِنہٕ ریٚشیٚت پالن      یان چھِ چھی گالن پرسہٕ عنیتی

آخرٕ زمانہٕ کین ریٚشن ہنزٕ فریب کٲری ہُنز پیٚتہٕ چاک کران کران چھِ وانان ژٕ ینیچہِ نیہ تہندِ سیٚے حقس منز یُہٕ تِم ہوزن چھُنتی یکیارٕ عملہٕ ہند موقہٕ راوٕرن تہٕ وٕکھ گٔژھ عمل کرُن پیٚکھ نہٕ لبکار ؎

کٔلکہٕ گیہ گرٕ ریٚشی لاگن تہٕ      اُنہٕ پاٹھہٕ لاگن نشہٕ ہٕنگن
نیٚشہٕ لوٚدی اُنتہٕ وانہٕ لاگن تہٕ      وٕون مُنڈھ کیٚس تہٕ آن
نہٕ کھیٚتھ نفس ژورس لگن تہٕ      دوہ دوہ دین لوسیتھ لگن وٕن

ژٕ چھِ تِہنزی پاٹھٕ سیدان تہٕ۔ وُنی کین چھُ دارہٕ لوکو درویشی اکھ پیٚتہٕ ہوٚو دٔرتِ تیٚتھ منز بہنتھ تِم نیٚشہٕ نٔبرِن تہٕ سیدٕین تہٕ ساذن لو ٹان چھِ ۔

*

